# پوشہِ پۄزا

کتھن چھِس ہران پوش     چھُ جانانہٕ میٚونُے

بہٕ دیوانہٕ کوٚرنَس     چھُ دیوانہٕ میٚونُے

مگر دِتھ نِوان ہوش     چھُ جانانہٕ میٚونُے

کنَن چھُم کران اُچھ     تہٕ چیٚشمن کران گوش

تھوان چھُے مےٚ باہوش     چھُ جانانہٕ میٚونُے

وُچھِو توٚہی وُچھِو     چیٚشمہٕ مُژرِتھ نظارا

ییٚمِس نظر مدہوش     چھُ جانانہٕ میٚونُے

حسین عالمس پیٹھ     ییٚمِس بڈٕ امیری

بہٕ تمِی سُنٛد جِگر گوش     چھُ جانانہٕ میٚونُے

ییٚمِس لولہِ آلو چھُ     حاجتھ فقط بَس

تمِس ٹاٹھی سُنٛد بوش     چھُ جانانہٕ میٚونُے

اتھاہ سئدرِ شرٛیہہ     مایہِ آگُر صفا دِل

ووفا جلوٕ بر گوش     چھُ جانانہٕ میٚونُے

بہٕ چھُس خوش اگر     سارِنٔے ہیتھ نکھس کانٛہہ

امیُک نچر چھُ شیٚہلاوان تن تس | سُہ واسُک پانہٕ پڑھِ ہُنٛد ہارٕ بنٛز

کران گتھ نپلہٕ کنٹھس نامہٕ پرٕی پرٕی | سُہ چھُس تھاوان عقیدس تھۆد تقدُس

مگر پۆز پزٕیزِ چھُ چاوان لولہٕ ستھن | حیاتُک آب سُریَو باگران مَس

تہٕ باقی اُٹھوِنی چیزن دِوان وان | تہٕ وہراوان یمن پیٹھ بَس سو ماے

سو مایا یتھ دپان اَسۍ زِندٕگٲنی | ہوان گنزرٕنی گرتیہ ناو ڈہوٕنی اَسۍ

تہٕ گو برکتھ، برکتھ کلپہٕ کُل اکھ | دۆیم گیہٕ کامہٕ دہن چاوان مۆ دُرمَس

ترٕیم گانڈِیو رچھوُن راُ چھدر سون | چھُ ژۆرِم رکھرٕ قوتُک کلہٕ شِکھا کال

گرِتھ بُتھی ستھ سیچ شۓ تھاوُن یاد | سمنتک رٕتن گو لالو گوہر سون

وومیزن سگ دِوان پاٚنژاُلی تھزٕرکی | رٹان پاٚنژِم اوے جاے شیشہِ ناگس

شٚیمس گۓ شۓ چھِ اُکھ سے تھنہٕ پیوان اَسۍ | شیِم سورگُک چھُ وایان سوز ییٚندراز

کران ایراوت تِمس پمپوشہِ پۆزا | سو پالن ماتا سانٛی لکھمی

کران کُلہِ عالمس پیٹھ حُکمرانی | شِو وہم سوٚہمس دِتھ ترِ ہزراب

چھُ دیاوان چھوپٕنھ سٔدرس دیوتاہن | لمان دانو پزی اکہِ طرفہٕ رزِ زن

مگر زِیٹھ ہش گژھان سپدان چھےٚ یوگ لے | چھُ شانتان شور گوگا سور سمسار

قیامتکس پتِم پہرس لگان گن | مگر بڑہچہِ زہفارک ییٚہ دِوان گن

فقط تتھ زالہِ تِس یُس ییٚہ دِوان نۆ و | یِوان شوقس چھُ پۆتُس پتھ زِکرٕ پھۄیرٕ اکھ

مگر پھیران چھُ سۆہم شبد زیرٕ | عقیدُک تھۆد تقدُس یام ووتلان

چھُ باطِن نظرِ تل شولان سبز باغ | لگان سٔدرس دودس زن چھوپٕنھ ہردم

# میں جو تیرا ظہور پاؤں

تیرے حضور میں جو تیرا ظہور پاؤں
تو جلوہ گر ہرجا من کا سرور پاؤں

اِتنا تو کریں سوامی تھوڑا سا اِک اِشارا
کُچھ اور مہربانی بے شک ضرور پاؤں

میں بھولتا ہوں اکثر کِتنی ہے مہر مُجھ پر
تیرے ہی بینا کُچھ اور نوُر پاؤں

وہ شبھ گھڑی مُبارک ساعتِ حسن تھی خود جو
میں کِھچے گیا لیٹنے پھر ہو طوُر پاؤں

بے شک ہوں طفل مکتب نا چیز ہی سمجھ ہے
تُم مخزنِ عالم ہو میں بھی وفور پاؤں

رحم و کرم کے ساگر مچھلی کا چھٹپٹانا
مقصود اور گر ہو جل دور دور پاؤں

یہ جستجوئے حق ہے جنبش تیری زُبان پر
لکھ کر قلم ہے لائی اِس پر عبوُر پاؤں

سٕدرٕ سُری چھُ پمپوش      چھُ جانانہٕ مۄیُنُے

اگر اہنٛدِ دٔسۍ چکھ      سو چھےٚ خوش نصیبی

کران مأرفت نوش      چھُ جانانہٕ مۄیُنُے

ڈٕیکُک شفقہٕ وۄشلُن      ہُہ تیزٕک ترٛر تیز

مےٚ ہیہٕ وُن دِوان جوش      چھُ جانانہٕ مۄیُنُے

چھُ بس ژینہٕ ناوان      اِشارو گرِتھ کتھ

وُھو زَن چھُ خاموش      چھُ جانانہٕ مۄیُنُے

ٹُلِو سا ٹُلِو گُلی      ٹُلِو استوتس تھوٚد

چھِ پۄزابہٕ کتی پوش      چھُ جانانہٕ مۄیُنُے

بہٕ دیوانہٕ کوٚرنس      چھُ دیوانہٕ مۄیُنُے

چھُ مستانہٕ مۄیُنُے      چھُ جانانہٕ مۄیُنُے

☆☆☆

حرفن حرفن نال — ؤلٹہِ ووٗنتھ اچھر زال
کرچ زٹھ گانٛگل — تیٗتھ رچھتہِ پادن تل

تڑوپرا تڑیشوَے گون — ناہِ ورآے پڑزلاو سون
تاپہِ دزِ پاپہِ جنگل — تیٗتھ رچھتہِ پادن تل

ہوڈ ہہِ جیل خانس — پیمُش بیڈِ پانس
زٹہِ کھے موکلاو جل — تیٗتھ رچھتہِ پادن تل

لولہِ ہتیٗ داہِ فُریاد — پھڑکہِ ونیٗ اکہِ ہتیٗ ناد
ناز بوزِ ساز افضل — تیٗتھ رچھتہِ پادن تل

شرونہِ روہنہِ گوڈِ کھور — پرمانند یمن لور
سوکھہِ موکھہِ موکھ ہاوِ جل — تیٗتھ رچھتہِ پادن تل

زلُرا لوٗگ زالس — گُہٹُلِس جنجالس
یلہِ تڑاو جاٗدی ہانٛکل — تیٗتھ رچھتہِ پادن تل

گوٗژھ چیٗشمن خوٗن روٗپ — ساکھیات کاہِ گیانہِ دِپ
چمکاو رو روتل — تیٗتھ رچھتہِ پادن تل

ہاوکھ پمپوش پاد — گالکھ نا اپراد
باوچ رچھ ہر کل — تیٗتھ رچھتہِ پادن تل

# لیلا

چھلہ ہوے ژرنہ کمل تیُتھ رچھتہ پادن تل
سون بنہِ سائی سرتل تیُتھ رچھتہ پادن تل
اشہِ وانہِ چھلہِ ہوے کھور لوتہ ہَن پاپٕنٛز بور
شاپن کرتہ وُٹھل تیُتھ رچھتہ پادن تل
انٛو گرٕ ہہ چانی ستی پھولی متی چھم گُل ءکتی
مُشکِل گاٸمتی حل تیُتھ رچھتہ پادن تل
پہِ چھُ اسہِ آسرٕ چون تابہ وُن تالُین سون
ٲنٛز دژاپہِ گیانہ وُزمل تیُتھ رچھتہ پادن تل
لکھمی وُشے بلہ پڑد زیہِ سوٗس چھے اوشد
تل پتٕی گرٕد نرمل تیُتھ رچھتہ پادن تل
ڈکہِ لولہ نومرٲوِتھ اُنتھس تام ترٛاوِتھ
گیانہ دیانہ چانہِ برتل تیُتھ رچھتہ پادن تل
پڑانایامہ پڑینام اوم بھوٗر بھوٗاہ سواہ دام
ایم شبد دِتھ رتی پھل تیُتھ رچھتہ پادن تل

چھکھ پنہٕ نہٕ ڈٕسی ژٕ پانے امرہتکہِ آبہٕ سگہٕ وِتھ
کم ڈوٗری پوشہِ پگہس شیران ژٕ پانہٕ مأجے

ہِری یَس زٕژن ڈیُت بل تاپس تژر ژٕ ٚے تیژُک
شکھتی چھےٚ لولہٕ بٲگھتی باہوے اَسانہٕ مأجے

یِی خوش کوٚرُے بنوٗتھ ژلہٕ وُن ژٕ کر رچھوٗتھ
رژھ کھنڈ تھوٚوٗتھ مِٹھوٗتھ اکھ برٛم بہانہٕ مأجے

زہنہٕ مرٕنچھن فسأوِتھ پھانٛسن تھوٚوٗتھ ژٕ ٚے سمسار
اکھ پاے موکلہٕ نٔک بَس نہمہٕ وُن نِشانہٕ مأجے

گُنہِ پھرِ تہِ یٚیمی کوٚرُے زانٛہہ تنہٕ منہٕ ژٕ ٚے اکھ نمسکار
وأفِر تٔمِس ژووا پور تھٲوتھس خزانہٕ مأجے

یٚیمہِ وِزِ ژٕ ٚے مأج سپدی پوٗزایہِ ہٮ۪ز یژھا زانٛہہ
یژھتن ژٕ گیت گیوٚنَس سنتان پانہٕ مأجے

ہر وِزِ دِمے ژٕ ٚے وٕنی بٕہ وادس وفا مےٚ گٔری زہم
بٔری زہم مےٚ مایہِ دامن تھکہٕ وٕنی ترانہٕ مأجے

☆☆☆

اتھ رئڈ رئڈ پکہِ ناو گیانہِ پرٛکاش نوٚن ترٛاو
لولہِ وُزِ زل شیتل تیُتھ رچھتہٕ پادن تل
ست گوٚر رٕژ وتھ ہاو سوٚہم شبد گوٚناو
امرِتھ وُزِ نشکل تیُتھ رچھتہٕ پادن تل
چھلہٕ ہوے پادِ کمل تیُتھ رچھتہٕ پادن تل
سون بنہِ ساٚنٛز سرتل تیُتھ رچھتہٕ پادن تل

☆☆☆

## لیلا

مایایہِ مایہِ گلوٚرِ بوٚرتھن خزانہٕ ماٚجے
گُل دانہِ ڈالی ارپن دِل چھے روانہٕ ماٚجے
پوٚزا تہٕ لولہِ بکھتی پانس کری سبٛھاہ خوش
اوٚ کنٛز تھوٚتھ بناٚوِتھ سامانہٕ پانہٕ ماٚجے
بوزُن توٚگم مُدا چھےٚ کن ڈیُن ژٕے لولہِ نادن
کوچھِ ہُنٛد منٛزُل ژٕے شہر تھ روٚ ٹمت ٹھکانہٕ ماٚجے

# تمبلاوُن چھُے مُدا

پڑارِناوُن کوٗت کال بیٚیہٕ تمبلاوُن چھُے مُدا
ماف کُرِی کُرِی توتہٕ چھا بڑوٚنہہ کُن اَنُن جاۂیز خطا
میانہٕ پڑتھِ ہٕنٛدِ مارِمتہٕ کتہٕ رس لوٚگے گوٚے مُشتھ
چھُم بہتھ چھُے یورکُن یُن شانہٕ شوقتھ سرودا
یا تہٕ گوٚژھ آسُن مےٚ پانستام پتھ کیٚنٛہہ روٗدمُت
میےٚ ژےٚ پُشرِتھ تھوومُت زُو تام چھُے آشو سدا
چھُس سبٹھاہ راوان وُچھ وُچھ دون أچھن پنہٕ نٔبن اندر
وارِ وُچھنٛچ چھم نظر بوچھِ ہُش گاۂمژ بیٚون بیٚون جُدا
میٚون یُتھ زنٛگارِ لد شُستر گوٗمُت وُچھ سخ موٚلُت
چانہٕ سپنٛگ سنگہٕ پارس سون کُرِتھ تھاوٕس سدا

☆☆☆

# عشقۂ کرامتھ پوٚشپری گھ

سانۂ وجوٗدِچ اکھ کتھ    چاٲنۍ ضروٗرتھ ساٲنۍ چھِ ستھ
عشقۂ کرامتھ پوٚشپری گھ    گُس کس پتھ کرِ بُڈ حکمتھ
حُسنۂ لیاقتھ رژ پڑکرتھ    دیہِ گتھ چاٲنی اکھ حرکتھ
گُس چھُس جوٗرِتھ کس چھِ ہکتھ    وُچھ نوٗرانس کرِ باوتھ
موٚت گو متہِ نا مژرس پتھ    زہرِ ہِلالا تیٚمہِ ٹیوٗ چیتھ
یَس پمپوشہِ نظرِ برکتھ    حبس دِیہِ اورے لتس نیامتھ
شاہ پکہِ سوٗنچس سونچس پتھ    اتھ پتھ شانس تل پیہِ زتھ
اسہِ مٹہِ دوشوٗنی ہش واوتھ    لتس چھنۂ یَس چھنۂ پژھ حاجتھ
دوٗ پتھم پکھ چھے ہاٲوِتھ وتھ    چھُس بہٕ ڈلن چھم شُری خصلتھ
مٹہِ چھٹے مٹہِ مٹہِ دِم چھم ستھ    شیٚہلتھ چانہِ اتھے قودرتھ
ووٗنڈ ونڈ ہے پان پادن رتھ    کرتۂ حِمایتھ دِتۂ طاقتھ
سانۂ وجوٗدِچ اکھ اکھ کتھ    چاٲنۍ ضروٗرتھ ساٲنۍ چھِ ستھ

☆☆☆

# چھُ راوان مےٗ یاداش

گاٸرش چھم یہِ کیٔاہ باش
چھُ راوان مےٗ یاداش

أتی گوٚٹ أتی گاش | چھُیا اِمتحان خاص
کمالُک چھُ سِر فاش | چھُ راوان مےٗ یاداش
مےٗ کیٔاہ گیہِ یہِ ژھچھ ہِش | تلا دأنی رأوِ
ژھوکبہٕ ما سا شاباش | چھُ راوان مےٗ یاداش
مےٗ ادبہٕ مجِلس | گرٕھیم یِنہٕ سراسر
ژُلان گرٕھ ژ پُرکھاش | چھُ راوان مےٗ یاداش
مےٗ ژٕ ےباسہٕ نأوِتھ | چمک أنہٕ چِی ہِش
رٕنگن بے رٕنگی گاش | چھُ راوان مےٗ یاداش
مےٗ منٛز بے خۄدی زبہٕ | زپان ناو کم کم
کمالُک چھُ سِر فاش | چھُ راوان مےٗ یاداش
شاہن زَن مےٗ سور تال | لبان لے تہٕ تامتھ
ژھوان سازچی راش | چھُ راوان مےٗ یاداش

# دیدار نظرن تل

کرامتھ گیہِ وزھو چیشمو کرُن دیدار نظرن تل
یہِ بے ہوش تہٕ مُستی چھم اوے سرشار نظرن تل

عنایتھ چاےٚ گیہِ ہرگاہ مےٚ تٔج باوتھ کرٕنی لفظو
وجوٗدس زیوٚ کُلِتھ ؤژھ تھرٕ ئِٹھ شاہکار نظرن تل

حقیقتھ آشکارا گیہِ ژھٹان نوٗرانہٕ چونے گاہ
مژر زن چھُم یِوان خابس اندر یہِ زہر نظرن تل

چھوتے شمٕہس کِبُر حُسنک کمٔی چھنہٕ پوٚنٛرِس عشقچ
دزُن دون ہُنٛد اٚکس اکھ پتھ موٗلُل بِسیار نظرن تل

کرُن کیٚاہ چھُے مےٚ پیمانس چوان چھُس لولہٕ نظرو مَس
چھِ احساس وُنان شہپر وُشُن شیچار نظرن تل

پرستِش گیہِ امارن دِل کڈُن ڈیُن چھیٚپہِ ژٔے دون پادن
رِیاضتھ سرِ یہِ بُتھ سنزس حقیقتھ یار نظرن تل

گُپتھ تھوٚہَن صفا صوٗرتھ ووفا گوٗژھ جلوٕگر روزُن
گوٗناہ غاٰلِب گمتی کاٰتیاہ مےٚ چھم ہر بار نظرن تل

ژأنگِج لِتھ کیٛاہ سِری یہِ ژھیوٚپا زاٹھہ گوٚٹ گرٛٹھِ گاشُر تاپھ

دۄگُن توَے جل جل ووٚنی اۄ گناو دیتم ابساوَتھ

پانس خوش گوٚے ہووُتھ تہٕ بووُتھ عالم تمبلووُتھ

ٲگتھِ گیٖہِ آگرن پرٛنم وُزنیا دۄ پیتم وُزناوتھ

شیٛہہ چھم چاأنی دزِوِنی ریٛہہ ہش چھورٕ چھورٕ کرناوان

پۄزا چاأنی ژے چھے پۄزان پۄزِتھ وُزناوِتھ

اکھ تہِ اِشارا کاأفی مُشکِل حل کر پرٛٹھِ ہُنٛد لول

اۄِ چھنہٕ تاأر بیٚیتہِ تارس ترٛنس بیٚیتہِ تتہِ پرکھاوتھ

پانے ٹاٹھِس پنہٕ نِس پانس ترٛووُتھ سونچُک پھاس

میٛۄل گو دون ہُنٛد دوگنیٖار وٲسی پیٛۄن کٲمی وۄن ازماوتھ

چون تقدُس زیوٚ ہیٚکہِ ورٕتتھ بیٚلہِ سُے منشا

مُشکن دزِ وِزِ وزِ نٛدِ گرِنےَ درگاہ پرٛزِناوتھ

☆☆☆

ژٕے یوٚد نظرِ اکہِ زانڈ کائستھ مےٚ یکجا
مزید کیٲزِ پاداش چھُ راوان مےٚ یاداش
نقش بیوٚٹھمُت یُس مُدا چھُم سُہ اولے
سبزٕ چھا اچ تژاش چھُ راوان مےٚ یاداش
شُکُرمژ یہِ چھا کم ووتھان نوٗر پھٔتی چھی
سراسر چھُ برداش چھُ راوان مےٚ یاداش

☆☆☆

## للوتھ تہٕ سُلناوتھ

پانہٕ میانہِ پانک ثُیتھ کرتہٕ چارا نتہٕ ونتہٕ کس ہاوتھ
شیچھن سور تالن ہنٛزِ لیہِ پیٹھ للوتھ تہٕ سُلناوتھ
پکوٗن دٕریاو أسن مےٚ چون ناو بأسن مےٚ ساز سنتوٗر
وژھوٕے چیٚشمو دیدار کرناو شیٚن طرفن باوتھ
کرتام بوٗزم برکتھ چھِ اتھ منٛز سرِ گو مےٚ ہنہٕ ہنہٕ سیر
بے ہوٗشی یوٚدوے گرٛھِ سٕری پیٚٹھی چھنہٕ کتھ مٔشراوتھ

یوسہِ چھےٚ کل اینٛل یقیٖنس گاش چون
توتہِ بوزان گرٛزھ وُچھان گرٛزھ کیاہ منٛگے
منگ چھےٚ سوے چأنی اگر منگہِ ناوٕہَم
دوٚن لرن لگہِ ور تۂ پن ابساونۍ
تیٚتُھ زِ موٚت مدہوس ہوِس
قأتِل گرٛزھِتھ پکہِ شرٛمَن سونچس
سُہ برٛونٛہہ برٛونٛہہ سُے ہٕنتھ
ہٕنتھ ہُٹس پنہٕ نِس اندر شُسترٕ تناب
زَن زلُر زالس لگِتھ والس الونٛد
تارٕ تارٕبس تار- ریٚشم ڈوٚر ترٛزھ
کل چھےٚ سوے اینٛل یقیٖنَس گاش چون
واہرے دامن وٕسی سوے پرٛزھ دِتم

☆☆☆

نظم

# لالچ

واہرے دامن وٗسی، پڑھ نوٗر میٛون

آسہِ ہس نےَ دوٚن اتھن پنہٕ ننن اندر

پانہٕ تھاوِتھ کھور تقدُس ٹھیکرِتھ

دیاوٕنَس پھش پھش وٕنس منٛز مَس گٲرِتھ

یُتھ زِ وُشنبس ووٚندس اکھ ستھ بٲنتھ

سمیہِ چھن دوٚن شاہ رگن وسہٕ کھس گٲرِتھ

پھیرِ گُلھم شش جہالتس نیرِ نٔنی

گژھ پرٛزلوٕنی، وُزمل کرنس دِیَس وآری

ازلس تا ابد پوٚشیدٕ پأٹھی

سینہٕ ہِکس شاہ پَر سَوارس وُپھٕ وٕنس

ژیٛوٚہ گرٛژھبس اکھ اکھ شُمارس بے شُمار

وأنسہٕ بوٚد وقتُک سٕدر گاشُر مُنار

واہرے دامن وٗسی سوے پڑھ دِتم

روزِ ہے زَن دِتھ۔ گُلاہ شٟہجار پٔیِہ ہے عالمس
پنٕہٕ نہِ اتھٕ تھوٚکھ گٔرِتھ یِژھ اَرزتھا ازماو سأ
باگہِ یُس گو برکتھا برپوٗر فأضان پوشہِ وُن
ساگرٕچ اکھ گرٛکھ چھےٚ قطرس قطرٕسے دٔریاوسأ
بوزٕ ناوکھ نا سو شٟچھ از چھُس بہٕ دِل مُژرِتھ لگے
چھُے ہوس باوُن یٟمٕٹٕک پأنس مُدا نِپٹاو سأ
چھَنٕہ یہِ بُڈٕ کتھ۔ بولٕہ ناوکھ میٛانہِ دٔسی گُلہِ عالمس
نیرِ اکھ اکھ شاہ مےٚ داہ داہ طاقتا بخشاو سأ

☆☆☆

○

چھےٚ خبر سائِلم ژےٚ کیاہ تام چھا مےٚ تامتھ باو سأ
غوصہٕ کس کُمی سُند چھُ وتم غوصہٕ تیُتھ مُشراو سأ
چھا کُمی بِری یَس پڑ کاشس کیاز پڑزلوؤن زگتھ
مصلحتھ گژاون گونٛدن ہنٛز ژھاے کرِتھ سمجاو سأ
اتھِ چھِ دِنہٕ وأ لِس لُسِن یُس دون اتھن رٹہٕ ناوِ باج
ہے یمن بونمبن اتھن منٛز بیٚیہ تہِ کینٛژھا تژاو سأ
کیاہ تِمس کھارو خطا ییٚمی نالہٕ متہِ روٗٹ دِل پنُن
اتھ دِلس سارُن سَنٛوارُن چھےٚ اگر اَزماو سأ
آسہِ ہے کانٛژھا ہٹی یوٗت اتھ اِشارس چھا قوبوٗ
دگ تُجتھ چھوکہٕ لد دِلس جِگرا کوٗرُتھ للہٕ ناو سأ
کن برٕی کُمی چھےٚ دِلس دم پھُٹی گاہٕ مژ دُبراے از
وُٹھ سبٹھاہ یِژ کالی مُژرِتھ ون سأ کینٛہہ ونہٕ ناو سأ
نارٕ کڈِہن سوٗن تہٕ گُندن مولُل مولوٗم چھُم
تژاو از ووٗتُس وقتہٕ واوَتھ ہَنا اتھ تژاو سأ

شہَن میٲنِٕن اَنٛدر بَس سوز وایان
لگےٚ پادن وٕنٛدِتھ درکار چھُکھ ژٕے

بجر چوٗنٛےٚ تہِ گو منظوٗر تھوٚوُتھ
مےٚ جِگرٕچ جاے چھُکھ موختار چھُکھ ژٕے

یَرٕژھن چھُکھ پوشہِ وُن میوٗن شوٗبہٕ راوُن
امیُٛگ سبزار چھُکھ گُلزار چھُکھ ژٕے

فقط اکھ ژٕہنہٕ وَن اِحساس میٚے چھُکھ
ٲچھن تل جلوٕ گر دیٖدار چھُکھ ژٕے

دوٕہَس راتس مےٚ سپٕنَس دوٗٲ زٲلِتھ
اَلاوَس زیٖر چھُکھ شِہجار چھُکھ ژٕے

ژٕےٚ ترٛوٚوُتھ پننہٕ نہِ یَرٕژھنگ پوٗر پرتو
مُنوّر نوٗر چھُکھ ژٕے نار چھُکھ ژٕے

تمانتھ میٲنٛی منہِ ڈٕرِیَس باسُن
قلم رو میوٗن چھُکھ اِظہار چھُکھ ژٕے

☆☆☆

مےٚ یارو پوشہِ وُن سمسار چھُکھ ژٕ ے
ژٕ چھُکھ دیٖوادِ دیٖو آدھار چھُکھ ژٕ ے

وبٕژارن چھم وبٕژارن چاٟنۍ اَٹھکل
ژٕ سُمرتھ میاٟنۍ چھُکھ سُم تار چھُکھ ژٕ ے

مےٚ کوٚرمُت باس ہیٚوٗ چھم اوم تت ست
سُہ زِپھ زَپناوتم اومکار چھُکھ ژٕ ے

چھ دِیانک آتمس پرماتمُک ظوٗن
مےٚ دارُن دِیان دارن یار چھُکھ ژٕ ے

چھُ پتھ بۄزنہہ میانہِ مَیراثُک تہٕ کُس وِز
مُژر گنڈ پنہٕ نہِ دٕسی سرکار چھُکھ ژٕ ے

سمےَ چھُم چانہِ دٕسی چھم لوٗنچہِ اتھ تھپھ
اژھینۍ پرٛیچھ وُزٕنۍ فموار چھُکھ ژٕ ے

مےٚ چھا کانہہ چانہِ روٗس ہُتی پۄزٕ ے وَن
ژٕ چھُکھ رفتار چھُکھ گُفتار چھُکھ ژٕ ے

○

اسہِ کیٔاہ گو کس ہوو ژےٗ ورأے بوُے کس

یۄگہِ تھنہِ دامے چھو ژےٗ ورأے بوُے کس

سوٗشیپلایہِ سوزیوو سوٗدام نِشہِ یارس

بُگھتی بُگھتا پڑوو ژےٗ ورأے بوُے کس

وپناہِ سوز وُزنوو میرایہِ چھو ویٗہہ رس

گِردھر کھوٗنہِ للہِ نوو ژےٗ ورأے بوُے کس

موٗحبتہِ تمہِ سوٗنچوو مۄ وُچھتھے بہ آپرس

شبری ژھیٗچہِ بڑیٗیہِ کھیٗوو ژےٗ ورأے بوُے کس

من تمٔی ان پرنوو منصوٗر کھوٗت دارس

طوٗرس پرتو ترٛوو ژےٗ ورأے بوُے کس

اوم کھیٗوم شبدِ وُزیٗوو آلو پڑہلادس

أکی آلہِ وَن موکہِ لوو ژےٗ ورأے بوُے کس

تمٔی یُس یُس پتہِ چھوو حبسٕے گو بے حبس

دتہِ ہوٗشن پکہِ نوو ژےٗ ورأے بوُے کس

روزِ روشن دِلبٔری منٛز کیُتھ قرارس دِل قرار

دِتھ قرارس بے قرآری اِنتظارس اِنتظار

خامخاہ چیٚشمن یہِ کیٛاہ گو چاأرٕ بڑکھوٗ ؤدِ ؤدِ دوٕ ہے

طوطہٕ کوٚل چھو کہٕ لد دِلُک پھرٛ کہٕ ؤن کرن زخمن شُمار

ژٕے تھوٚوُتھ بنٛدس گرِو یتھ سیٖنہٕ کِس پنٛجرس انٛدر

روشہِ ناوُن ما پزی بولہٕ ناوُن جانہٕ وار

نم تہٕ ژم مأنتھ تہٕ زأنِتھ کُن کوٚرُتھ دوٕن عالمن

زگ تہٕ پرٛون بیٛون کرِتھ گو مُشتہِر یتھ اِشتہار

ماے لأگِتھ اُلفتس منٛز جلوٕ گر گو جلوٕ چون

ما وَنیُومَے ہاوتم تمٕلاوتم تی چھُم بکار

تنہٕ ونےَ حق گو یہِ مَن ٕکن چھےٚ دِوان سازس ژوٕپور

گوڈٕ وزن گوڈٕ گرٕی پتوشرٛ وٕنی شرٛ کرن چھِم آبشار

شُکرِیا شُکرانہٕ واتن چھم ژٕے تامتھ بوزٕ ؤن

اِوٕ کِنٕی زیوٚ چانہِ چھم ڈیٚتُمت بجا تھونٛک قرار

ہے پنُن کیٛاہ چھُم تھکُن لایِق، مےٚ چھُم چونےُ بجر

چھےُ مےٚ نِش چونےُ امانتھ دِل وُچھُن چھےُ تختیار

○

مۄش مایہِ ہۄش مدٕمأژ نظر کر تہٕ جِگر وُچھ

برپۆر اتھ مٔژ سُہ مۄژر کر تہٕ جِگر وُچھ

کھسہِ لولہٕ چھوکن انگ تہٕ کِتھٕ کٔنز دگ چھُ للہٕ وان دود

بلہِ وَن طبیبس میٹھی کٔژ کر تہٕ جِگر وُچھ

میٚتہِ رأو سائلم وأنس گِنڈُم ژھایہِ گِتھٕن ءستی

وَن زاثہہ ژٕے ہووُتھ شام و سحر کر تہٕ جِگر وُچھ

مٔتیٚ لازِ گھے گتھ ژٕے پتھ دِتھ گتہٕ ریٚنہِ ہٕنڈی گتھ

کیٛتھ یاد کۆرتھ تیٛتھ سُہ سبزر کر تہٕ جِگر وُچھ

بۆڈ بارٕ سِتم یارٕ دِژِتھ مارٕمتٕن زیو

اتھ بوس بَور بارٕ اثر کر تہٕ جِگر وُچھ

ہر آنہٕ معطر کر تہٕ ژھٹان روز مُشکِ پۆر

گنگہٕ وأنی زُلفن ہُنڈ یہِ زہر کر تہٕ جِگر وُچھ

ییٚتہِ یور کھٹکھ پنہٕ نہِ حُسنُک کوٗت بجر وَن

ہے حأف طوطس گو میٚہ کجر کر تہٕ جِگر وُچھ

تیٚمِی لوٚب لتس ما روو     وتھ دِژنَس لبنس

پھلہِ ہیٚول ہیٚول ہُر روو     ژٚے ورآے بوُوے کس

اکہِ دِرِ اکہِ مُژروو     گُنزِ حرکتھ قُلفس

برکتھ سرِ کرِنوو     ژٚے ورآے بوُوے کس

زیرِ اکہِ ہیرِ کھوژوو     وأصِل وتہِ وصلس

خرچُن کیُت خرچوو     ژٚے ورآے بوُوے کس

کئمی دوٚپ میٚے اِزموو     کئمی ووٚن حاصِل کس

تئمی تئمی تیٚمِی پرکھووو     ژٚے ورآے بوُوے کس

تیٚمِی تئمی ہر کرِنوو     خوش گیہِ وُژے یَس

وُچھِہے کیٚاہ أنزروو     ژٚے ورآے بوُوے کس

☆☆☆

ست گوٗرِ بہٕ لگے، ست گوٗرِ بہٕ لگے

پادن ژٕے پأری، پادن ژٕے پأری

برٛہمانٛد ژٕے پرٛم ہِتکأری موٗکھِ داتا چھُکھ پرٛم آنٛند

گیانِچ موٗرتھ کلیان کأری دِتہٕ ترٛژھ تھٔز انوأری بوز

ووٗنِدِ نِشہِ دوٗر نسأ نب وبتأری سادن چون توتھ کس چھُ نِشان

وأحِد آسہِ وُن آدِھکأری دِتہٕ ترٛژھ تھٔز انوأری بوز

نرٛمل اوٛچل اٹل وبوہأری وبزوان بوز ژٕے سِرکیہِ پرٛکاش

باوا تپتا تارن تأری دِتہٕ ترٛژھ تھٔز انوأری بوز

گونہٕ ترٛیہِ ہیٛور چھُکھ کرٛون یأری کھبنہٕ کھبنہٕ بوٗ نے جے جے کار

درشنہٕ چھِ بلن غم دوکھ سأری دِتہٕ ترٛژھ تھٔز انوأری بوز

ترٛیشوٗے کارن ساکھیات کأری برٛہمانٛڈ سألم سرِو آدھار

موکلاوان زِنٛدِ نرٛکنہِ نأری دِتہٕ ترٛژھ تھٔز انوأری بوز

دیانہٕ روپہ ژٕے سون موٗلادأری پوٗزایہِ ہُنٛد موٗل اکھ اکھ واکھ

چانہِ کرٛپایہِ چھم توتایہِ جأری دِتہٕ ترٛژھ تھٔز انوأری بوز

کُن آسنُک اۍحساس گنان گیٖوٗر تُلان چھم

باضے بے پڑھ ٹھاسن چھُ پتھر کر تۂ جِگر وُچھ

چھُھم پۄٚر پُٹھم زۄٚنہِ ہٕنٛدِ نۄٚر کُے ہمسوس

اتھ لولہٕ سٕدرس وٕتھی نۂ ملر کر تۂ جِگر وُچھ

تاشوق گیٖم رأتی رأتس أچھ مےٚ پُتٕنی وُچھ

کرتام سُے بے والہِ پَزر کر تۂ جِگر وُچھ

پۄٚر چلوُتھ مٕیانہِ سمسارُک ژٕۄے چکر پۄٚر

باسوو نۂ اتھ پٹھ پوٚ سُہ اثر کر تۂ جِگر وُچھ

شرمنٛدٕ سبٹھاہ چھُس بہٕ گرٕھان سۆر نۂ زٕنٛہہٕ چون

سُے ناو یتھ بۆر ماےِ بجر کر تۂ جِگر وُچھ

☆☆☆

○

پھُٹ ٕمتی خیال جُروان چھُم گُس تہٕ کیاہ بہٕ باوس
یُتھ دِل کوٚرُم مےٚ استان سٕجدس انٛدر مُکاوس
چھُس لاجواب قوٗدرتھ وٲقف سرِس بخدمت
بوٚلیاہ چھُ طوطہِ بولان اچھدارِ ہارِ ہاوس
دسگاہ اتھاہ چھُ اٚہندِس چیٚشمن ہٕندِس اِشارس
مستانہٕ مست ساقی چینہٕ چاوِ چاوِ چھاوس
شمع حسین عبارتھ سوٗرتھ پٕرتھ یہِ سیرتھ
پروانہٕ مَن چھُلِتھ گژھ ژھنہِ کیاہ کٕرِتھ جلاوس
وُچھ گُسؔ لُطف چھُ اتھ مشٕز دِل تشنہٕ عشقہِ موترتھ
وندن آشہِ لٲرِتھ تیوٚنگلبن لٕگِتھ الاوس
میےٚ یوٚت گدٕرہِ و یُتھ کرٕہا بناو تس کیاہ
گدٕرہِ و کٲتیَن پوٚز یٚیمہِ آیہِ کیاہ چھکاوس

☆☆☆

گرِ گرِ پادن نمہٕ نچ وٲری تنہٕ منہٕ کرٕہے ژےٚ نمسکار

یوٗگہٕ پیٹھس پیٹھ بسماداٲری دِتہٕ ترٛشہ تھٲز انوٲری بوز

گاہہ چوٗن ژہنان چھِم بیتہِ ساٲری تیزٕ پرٛکاش چوٗن نوٚن تابان

زگہِ کاس انہِ گٹہٕ موہ انڈھکاٲری دِتہٕ ترٛشہ تھٲز انوٲری بوز

باوِ پمپوش پھٲتی تھوٗی ژاٲری ژاٲری چیٚشمو گرٕہے کھبنہٕ کھبنہٕ پوٗز

شیرِ ژےٚ لاگہٕ ہوسٕہز وبژاٲری دِتہٕ ترٛشہ تھٲز انوٲری بوز

من موہن ژٕے کرٛشن مُراری سنکادیک ہٕتھ ژٕے ویشنہٕ رپہٕ

سنکٹ ہرتا پاہہِ مُراری دِتہٕ ترٛشہ تھٲز انوٲری بوز

زنمن ہٕنز اسہِ دوٚن یِژہ یاٲری نتہٕ یُتھ سمبنٛدھ ٹھٹھٕ کتھ چھا

زنمس آمُت نوٚن اوتاٲری دِتہٕ ترٛشہ تھٲز انوٲری بوز

ست گورٕ بہٕ لگے

ست گورٕ بہٕ لگے

☆☆☆

واہہ نصِف شبنٕے اما آفتاب کھۄت | چھا حقیقتھ کِنہٕ یہِ وُچھ اکھ خاب کھۄت
گٕنہِ أمِس ملشا تہٕ نۄن گو پُرکمال | روے وُچھس نۄرلنہٕ کُے نایاب کھۄت
چھے سوالچ وِز تہٕ شاید رٕٹھ جواب | وُچھ وٕٹتھ وُٹھ اِنتظارس تاب کھۄت
ژیشہِ ہۄت انٛل یقینس گاش چون | چھے اگر پژھ وُچھ تہٕ چھا پایاب کھۄت
سوزِ دِل گو دِل دٕزِتھ وبگلُن جِگر | چھت گرِتھ زخمن وُچھُم کمخاب کھۄت
تابُون خورشید محفِل خوش نصیب | شانہٕ شفقُک توبہٕ کسُبک کاب کھۄت
دِتھ نژن ڈالا تہٕ چمکوُن جہان | شش جہاتس تابہٕ وُن سورخاب کھۄت
کمہِ حیاتکہِ آبہٕ سگہٕ نأون وومید | دون أچھن کھۄت جنتہٕ کھۄت ضوہراب کھۄت
دِتھ ضرب بٔیۆٹھ لولہٕ تارن ہور گُن | تارِ تھووُن دِتھ یتھُے مِضراب کھۄت
پوشہِ امبارن آولین دسوانہٕ یم | شیرِ لأ گن رٕحمتکی میٚحراب کھۄت
از عنایتھ پوشہِ وِنی نظرا ژوپور | سر سبز رۆحس گرِتھ شاداب کھۄت
مقطہس منز تھوومُت 'کرٛنڈ گامی' از | اِستیمالس غزلہٕ کِس مہتاب کھۄت

☆☆☆

کَنَن تل أچھن سوز نظر اللہ اللہ یہِ طاقتھ یہِ عظمتھ بجر اللہ اللہ
ؤسی لولہِ دامن وُست چأنی افضل مُسہِ بۆلی برتر پَزِر اللہ اللہ

یہِ کیاہ بۆم گُمانس ووتھان لہر ہشہِ چھم فقط چون پھہلتھ کھجر اللہ اللہ
تمنا فقط لولہِ منۆلس لگِنی زیر چھِ کتھ دولہِ پۆشیٔتی قہر اللہ اللہ

چھُ بَس لائیانتھ سہ اکھ اِسم عظم زبان تام ستوشٹ مُشر اللہ اللہ
یہِ باوتھ چھِ چأنی مے زو آیہِ قلمس شُکُر توتہِ چھم یُتھ سیٚزر اللہ اللہ

☆☆☆

واے کیٚنٛہہ کیٚنٛہہ باوِہا سیٚنٛۂ مُژرِتھ ہاوِہا

چانہِ درشنکُے مےٚ چھُم ہاوس تہٕ دِل گرناوِہا

نامہٕ سُمرنہِ چانہِ ہُنٛد سوکھ گوٚژھ مےٚ ییُن اومکار رِپھ

میٛانہِ زیوِ پیٹھ کھاریکھ اکھ ناو سُے للہٕ ناوِہا

ژیٛوہ مےٚ اکھ اکھ خالی ما گژھِ ہے دوہ پأنٛشے سنُن

اوم کارچ نامہٕ سُمرن چون زپھ گنٛزراوِہا

واے کیٚنٛہہ کیٚنٛہہ باوِ ہا سیٚنٛۂ مُژرِتھ ہاوِہا

بڑوٚنٛہہ کنٛنتھ ژیٚےٚ تڑاوِہا پیشکش ژیٚےٚ تھاوِہا

شُر چھُ مَن اتھ زینہٕ نچ اکھ وتھ مُقرر أسی کرِتھ

دِتھ سیچ آواز سورن پیٹھ آیہِ مَن پکہٕ ناوِہا

لولہٕ بنسی وایہِ ہا پوٚز وُٹھ وٕنٛتھ نادو دوہے

دم غنیمتھ زأنٛتھے دمساز دم أنٛزراوِہا

شِکوِ سأری تڑاوِ ہا شکھ منَس منساوِہا

چارٕ چونٛے چارٕ گرِ ژٕےٚ، لولہٕ تی تھکہٕ ناوِہا

○

یِیتہِ بہٕ تتہِ موٗنگِھے ژٕتِس پھوٗما دُعا
گُلو گُنڈِتھ ژٕے بَس ژٕے روٗس ونہٕ کس ہِوا
میانہِ فرِضچ وِز سپٕز سیٗوٗد حق بہ حق
وونی اگر مُشرہم خودا چھُم کیاہ خطا
چانہِ شُکرانچ چھےٚ کیاہ آواز چونے شُکرِیا
دم چھُ چونے اٮ۪ے نِگاہنار چونے شُکرِیا
اکھ سروٗرے بیخودی تاٚری گژھان ڈیوٗٹھُم دِلس
یام چاوان چھُکھ دِلے دمساز چونے شُکرِیا
یِژھ نسأ چیٚشمن دِوان چھِتھ چاوٕ ناٚوِتھ تیوٗت چاو
کُس حسین انہار دِلبرے راز چونے شُکرِیا
چاٚنی بخشایش بجا گو ذوقِ حقہٕ کُیے جستجو
رازداٚری منز بنٕن ہمراز چونے شُکرِیا

☆☆☆

گےٚ بُنتھ چاۓنی نظر چیٚشمن اندر یم شار ؤچھ
چھم اَوے للہٕ وِنی دِلس پھُلیٛا چھوکل سبزار ؤچھ
خوٗنہٕ ئری گوٗمُت جِگر شولان اوے یہِ چھُ کرٛہُن ماز
باغ پھوٚلمُت دامنس چھُس چھِٹ گٲرِتھ رنگدار ؤچھ
دِل چھُ بیکس کیٛاہ خبر وہتہٕ راوِ کتھہٕ گٲژ دود چون
اتھ نسأ چھوہہ روٗ ژنگ چیٚشمن ہُنٛد ہوا مزدار ؤچھ
زِندگی پٔژی کٔژ تیٚلی کرتام آسہٕ زِندگی
وٕنی نہٕ مرنک چھم سزا شاید شُمران لار ؤچھ
اوس کرتامتھ سُہ محرم سینہٕ کِس سیرس گوٚمُت
وِنی چھُ مُشراوُن ہوان میانٮ۪ن اِشارن یار ؤچھ
ازتہِ ییٚلہِ کیٚنٛہہ گنگہٕ راوُن ہیٛوٚ ہوان من میٛون چھُس
تَس وزان تیٚتہٕ تھے بہِتھ سازس سرؤدس تار ؤچھ
موٚت گرٛژھان مستانہٕ شوکل ہوش بے ہوشی اندر
تام نظرن منٛز ؤسِتھ چوان مویاہ گُلنار ؤچھ
چھُس بہٕ وہتارُن ہوان سارُن ہوان پانس ژوپور
دیدمان چھُم یار ہاوان چھُم دپان انہار ؤچھ

نۆن وُچھُن یا ہیٚوٗن کھٹُن لایق چھُ کُس رازے جِگر
ونتہٕ پانس تام کیٚاہ چھُم تی بہٕ کھٔٹۍ کھٔٹۍ تھاوِ ہا

دیٚنہٕ اپمانُک نِشانا تابہٕ وُن نۆرانہٕ چوٗن
لولہٕ سِری یُک توٚت ترٛٹر یُتھ موٚت مٔژر ازماوِ ہا

☆☆☆

○

یِی یڑکھ تی تی لگےٚ پادن وٗندِتھ کرناوتم
ابسنُگ ور دوٗن شہن منترٕ اومُک پرناوتم

میٚون اکھ اکھ ژیٖوٚہ تہٕ شاہ گۆژھ چاٖنۍ آرادھن کرُن
باسہٕ نووُتھ سِری یہِ یِتھٕ کٔنۍ دوٗن أچھن، سورٕ ناوتم

کس نہٕ گَو گرٕ گرِٕ گٔرِتھ مرٕ مرٕ ہُران سمسار ڈآکۍ
ست گۆرُٕ ست گو فقط گرٕ گرٕ ستُگ کرناوتم

یِی یَڑھکھ تی تی لگے پادن ونٛدِتھ کرناوتم
ابسنُگ ور دوٗن شہن منترٕ اومُک پرناوتم

☆☆☆

ساکھیا تکار وٚنتس

ہیتِن چھُ کیٛازِ زاگان تن من کرس بہٕ ارپن
دِتھ ئنٛز پرٛٮ۪یا مےٚ سُمرن اژھیوٗن شُمار وٚنتس
تس تختیار وٚنتس

بوزان بھوانی ژٕرے چھکھ منہِ کاسہٕ وٕنی ژٕ دٕرے چھکھ
کوٗمل ہرٛ دے تہٕ ژٕرے چھکھ اتٕنس ژٕ عار وٚنتس
تی چھُم بکار وٚنتس

للہٕ وُن لوٗلے اندر بو سُلہٕ ون کرس بہٕ ہو ہو
گوٗپالہٕ لالہٕ لو لو سہزُک وہٕشار وٚنتس
زٕنمُک ووِدار وٚنتس

دٕہونی مےٚ تن چھِ ہن ہن سرٕیہہ تیلہٕ کنہٕ تہٕ ریٛہہ زن
آلہٕ وٕ بہٕ پان پادن لوٗلُک وہٕشار وٚنتس
اتہِ کُے امار وٚنتس

ہرٕیم شرٕیم کلیم سُے چھُم گرٕ چانہِ سُے مےٚ ہمدم
لاگس بہٕ شیرِ کوٗسم پوٗشن امبار وٚنتس
پمپوشہِ کھار وٚنتس

مَس پرٛیمہٕ رس مےٚ چاٲوِتھ نوٚن آشرٕ مےٚ ہاوِتھ
تنہٕ کیٚازِ چھےٚ مےٚ تھاوِتھ دِل بیقرار وَنتس
سنکلپہٕ بار وَنتس

اَڈٕ وٕژھ نظر سو ترٛاوِتھ دِل میٚون تمبلاوِتھ
تھاوُن کھٔٹِتھ مےٚ ہاوِتھ پرٛ ما بہار وَنتس
نِشاط، شالہٕ مار وَنتس

موکھ چون بےٚ غم دِغمبر برتل ژٕےٚ ترٛ وو مےٚ سر
آسرِ مےٚ باس ایشر جلوٕکھ جہار وَنتس
دارنایہٕ دار وَنتس

یٔندر راز راز ڈٮ۪کس حالس بہٕ کھال تھکس
شِنگرٕفی موٕکھس بہٕ چھکس اوٗش موٚختہٕ ہار وَنتس
ست شوٗبہٕ دار وَنتس

چھُس حال میٚون روشن پتھ کیٚازِ چھےٚ مےٚ روشن
روزِن دوہےَ مےٚ روشن گاشُر مُنار وَنتس

ہیٚنٛدِ دیٚنٛدِ آیہِ ژھاٰرِتھ آسرٕ چانہٕ گاٰرِتھ
بوٗسرٕ تارٕ تاٰرِتھ موہ سیٚنٛدِ تار وٚنتس
اپرمپار وٚنتس

شیہِ چانہِ کارٕکُھٹھی ناگ منہٕ کس وَنس سےٚ مٔنز باگ
نِشہِ ووٚنی تٔتی ہیٚمس زاگ اوم شبدٕ تار وٚنتس
شِوٕ اومکار وٚنتس

☆☆☆

واہرٕ دامن گُلو گٔنڈِتھ کیاہ چھوٚن ہلم تقدیٖر میوٚن
پنٕدٕگی شرمندگی ہیتھ اتھ بجر تدبیٖر چوٚن
سوٚہمس مَن پڑان پُشرِتھ سیٚوٚد چھُ سِری یَس نام رٕپھ
تمہِ حسیٖن حُسنک تصوٗر چھُس بٕنِتھ تصویٖر چوٚن
ہاوِ حبس نےَ چیٚشمہٕ گیانس مَس گٔمُت لولس انٛدر
راگہٕ ووتلہِ ہسا یہ کل قلمس لیکھِتھ تفصیٖر چوٚن
دُنیاہچ دولتھ منگے ژٕے اے عالمن ییٚتہِ شیرتاج

نٹہٕ راز نژٕونی ڈال تانڈو کران ٹُلان تال
تھگہٕ تھےٚ نِوان نژن ژھال سرٕوِ آدھِکار وٚنتس
تی چھُم بکار وٚنتس

سُہ ووٚنڈٕ آتمُک گاش پڑزلاو تھاو اسہِ آش
کر کرٛمہٕ گٹہِ ژھٹہِ ناش آشایہِ دار وٚنتس
یِم ژِترٕ کار وٚنتس

باونایہِ پۄٚژِ جنٛدس گوٚنڈ پرٛیمہٕ سور مےٚ ووٚنڈس
ساوِدھیان تھاوِ چنٛدس سوٚدام یار وٚنتس
پرٛیمیُک سُہ تار وٚنتس

ست ژٕتھ آنٛدٕ چ لےٚ شرٛپہٕ وٕنی تہٕ وٕپہٕ وٕنی چھےٚ
کرٛشنہٕ کرٛشنہٕ ژےٚ دٕے چھےٚ شاہ والہٕ کھار وٚنتس
رُت آبشار وٚنتس

ست گوٚرٕ یہِ آشرم چون ویکوٚنٹھ بٔگھتوٕ ے زون
کیلاسہٕ پربتا مون اکھ رازدوٚار وٚنتس
زگتُک وِہار وٚنتس

چھُنۂ کیاہ ینۂ چھُنۂ چون     برٔہمۂ دہن کر زون

کھنۂ کھنۂ برٔم ژٔلراو     امہِ زٲنی داما چاو

وونَس موچھِ موچھِ وو     رٕتہِ پھلۂ بوٗنَس بو

کٔمی ڈیُت اسہِ یُتھ چاو     امہِ زٲنی داما چاو

سِرٕ کِس نِشانس     انۂ دھنۂ گیٛانس بانس

رچھِ وٕنہِ رچھِ کرناو     امہِ زٲنی داما چاو

لُشرِتھ کھوٚت رتھِ پان     زیرِ چانہِ ہیرِ بھگوان

استوتھ ییٚمہِ زیوٚ وژاو     امہِ زٲنی داما چاو

وُچھ اسہِ چون دۄستوٗر     داوس دوہہ منظوٗر

تابس بوٚٹھ ٲژ ناو     امہِ زٲنی داما چاو

اتھ لیٚچہِ چھے یتھ گرٕکھ     رژھ کھنڈ ژٕیری بے شک

مَس پرٕیمۂ رَس بأگراو     امہِ زٲنی داما چاو

☆☆☆

پڑاوِ کیٚاہ سُہ تڑاوِ کیٚاہ     اتھ منٛز چھُ کیٚاہ تفصیر میٚون
ییٚلہِ ژےٚ گوٚے من پنٕنہِ بٕکھتی     بٕکھتہِ باوٕچہِ رایہِ مَس
راس گِنڈنَس منٛز مےٚ دُرگاییٚ     وُچھے تن وپر چون
خوش گوٚمُت چھُس آشہِ گومُت     آرٕ کوٚت، کوچھِ ہُنٛد منٛزٕل
پانٕہ للہِ وَن میٲنٛی سونٕہ کھون     چھُے ہِتھ اتہِ پپر میٚون

☆☆☆

○

کھٕنٕہ کھٕنٕہ اوم پرٕناو     امہِ زٲنی داما چاو
انٛوگرٛہہ نظرا تڑاو     امہِ زٲنی داما چاو
سوٗ ہم ہم سوٗ پوش     من تھرِ پھوٚلی اچھِ پوش
پوٗزایہِ پانس چھاو     امہِ زٲنی داما چاو
اسٕہ وٗنی لسٕہ وٕنی گیت     شاہ شاہ رٕچھ پرتیت
گنڈرو گیت گیوٕناو     امہِ زٲنی داما چاو
بھاسکرٕ تیزٕ پرٛکاش     چھُکھ آتما گٹہِ گاش
پرٛزنُن کیُت پرٛزلاو     امہِ زٲنی داما چاو

○

کتھ لگے لولس، اتھس یا سایہِ شِہلِس شفقتس

دزٕوِنس آدٕمی رتس یا مایہِ رٔسی تِس موحبتس — ون کتھ لگے!

شُری کتھن یا نفرتس یا پأری چأنِس عظمتس

تاپہٕ تژہ رِنس ظُلمتس یا رایہِ رٔسی تِس رحمتس — ون کتھ لگے!

یا لگے اپزِس ستس یا مأری فتہٕ کِس برکتس

زہرِ قأتِل فُرکتس یا گڑایہِ رٔسی تِس قُربتس — ون کتھ لگے!

لا تما تنہا توتَس یا رلہٕ وِنس روشن خطس

نٔورٕ بٔری تِس صوٗرتس یا لگے کتھ عادتس — ون کتھ لگے!

پامہٕ ووترِس حکمتس یا زٕخمکِس نٔونس ژہتس

پتھ لگے کتھ کتھ ہتس یا وایہِ رٔسی تِس اُلفتس — ون کتھ لگے!

یٔوگہٕ بلہٕ کِس مٔورکھس یا صبرٕ کِس اتھ فُرصتس

یا خودانتہٕ فِطرتس یا پیرٕ لگے سیرتس — ون کتھ لگے!

☆☆☆

گُنہِ سخ سِیاہ گُنہِ سخ سفید دالات أچھن تل
حمدُے گرٔیمس گُن سہ چھم گُنز ذاتھ أچھن تل

گُنہِ تاپہٕ تژرن مژ تہِ وِوری گئے مےٚ شِہلی ژِہی
گُنہِ زوٗنہِ رأژن مژ فقط کاثہہ رات أچھن تل

توٗ پتہٕ تہِ روزہٕم شۓ سُے بوزہٕم داد جِگرٕکی گُس
یِہن ما تِمٔس یِم میٔانٛی کیٚنٛہہ خدشات أچھن تل

ازتام دوہَے روٗد کتھَن پانہٕ پھِران مال
وُٹھ میٔانٛی سوٗتھ وٕژھ دوہَے کتھ باتھ أچھن تل

سبزرَس چھےٚ نٔی کتھ چھِ پیمتی کھوٗر چھٕلِتھ چیٚنز
اِد روٗد گُس پانس مےٚ پیٚتی اوقاتھ أچھن تل

یا روٗزیٚتن متہٕ روٗزیٚتن تس یاد سو گرٔ زاثہہ
میٚیہ تہِ مأشہِ ہَن ناحقٕکی مےٚ تِتھی کُلمات أچھن تل

☆☆☆

بٍیہِ کٕیازِ وۄن پمپوشہِ وٕتھرن آیہِ قیامتھ

بٍیہِ کٕیازِ موختس پۄختہٕ لٕج ٹھسرایہِ قیامتھ

بٍیہِ کٕیازِ ژٕوِنی ژھایہِ گَتی یٍتہِ رایہِ کران دِل

بٍیہِ کٕیازِ امی ترٛایہِ مارن گرٛایہِ قیامتھ

بٍیہِ کٕیازِ موژان سۄر گٲژھتھ پۄر نارٕچ تیٛہہ

بٍیہِ کٕیازِ شیٛہلتھ تاپہٕ ترٕٛچہِ کرٛایہِ قیامتھ

بٍیہِ کٕیازِ یِوان یاد ژٕتس وادٕ گٲرمٕژ وِز

بٍیہِ کٕیازِ أتی آیہِ أتی دژایہِ قیامتھ

بٍیہِ کٕیازِ ژینان وُنہِ چھُ دُنیا چون بدلوُن

بٍیہِ کٕیازِ نظرن تل چھےٚ وُنہِ پۄزایہِ قیامتھ

بٍیہِ کٕیازِ متی أسی مایہِ ہٕتی آیہِ پران تم

بٍیہِ کٕیازِ وُچھِتھ دژایہِ أزی وُگرایہِ قیامتھ

بٍیہِ کٕیازِ داواگیر رۄزِتھ ناتہٕ تٕمس أسی

بٍیہِ کٕیازِ وژھ کُلہِ عالمس تھتھرایہِ قیامتھ

☆☆☆

اوم شرٛی ست گوٗرِ شکھتی مان شنکر    ہر گنگا در جےٚ بھٔوِنے

کھٔنہٕ کھٔنہٕ چھُھم ییٚتہٕ تتہِ چون آسرٕ    ہٕر گنگا در جےٚ بھٔوِنے

چونٕے شکھتی پات ووہٕ دیس آوتھرِ    بٔکھتی باو شکھتی کوٚر سنچار

پڑھِ ہنٛزٕ پوٗزایہٕ کن لوٚگ دوٗ درٕ    ہر گنگا در جےٚ بھٔوِنے

لٹہِ اکہِ درشُن دِتہٕ ییٚہہٕ ہی ہرٕ    امہِ ترٛشنایہِ چھوٚو پوٚز برٛہم گیان

پھٹہِ ہے زٕہو نتہٕ مٹہِ چھُے اپشرٕ    ہرٕ گنگا درٕ جےٚ بھٔوِنے

شِو باونایہِ چھٔنہٕ ژٕتہٕ بہٕ وکھرٕ    ژٕنتھ دارنایہِ پڑان دیان سنٛدار

تُلِتھ پرمانہٕ پڑیمانہٕ ییٚتہٕ جرٕ    ہر گنگا در جےٚ بھٔوِنے

کٔبتھٕ یِژ بوٕ سرِ کی ارسرِ سرٕ    کیاہ کرٕ کیاہ کرٕ پتہٕ روٗدُم

اوشد جے جے کار یِ تی پرٕ    ہر گنگا در جےٚ بھٔوِنے

ژٕنتھ وہر شہِ ہوشہِ پمپوشہِ سرٕ شرٛان کرٕ    ہم سوٗ سوٗہم پڑٕزٕنِتھ پان

ستھ سُمرنایہِ ڈٔکہٕ ٹِکہٕ اوم اوم جرٕ    ہر گنگا در جےٚ بھٔوِنے

☆☆☆

یاد کر وادس قرارس یتھ گواہ ییٚتہٕ کائنات

وُنہِ چھُ کانٛہہ حرکتس منٛز یا اِلٰہی سات سات

بے ووفا احساسہِ مدنس سوئٹہٕ وَہیچہِ پٔری وۄن

وُنہِ چھُ شاہدتھ سِرکِ یہِ ژٕندرم وُنہِ چھُ شاہدتھ دوہ تہٕ راتھ

میانٛہ شاہ تلی آشہِ وُچھ ہَن آسمانن آو آو

سازٕ گار نرِ چھم اِشارن لولہٕ تارَن دِتھ سمات

اتھِ رٕٹِتھ نِنٛہ کھُلہٕ کِتابا رازٕ سان وٕہرِتھ ورق

اتھ تھٕوِتھ تفسیر لیکھِتھ حرفہٕ حرفے چانٛہ ذاتھ

تلہٕ سانٛہ ژھوپہ گرِی تو یہِ شرکیٚتھ نتہٕ چھُ تمی سُنٛد ٹھَس گرٛھُن

نتہٕ چھےٚ میۄن ووگنہِ درٕ کے آبشارٕچ کتھ تہٕ باتھ

رٕٹھ ژھوٹیو سائلم سفر نِشہِ ووت چیٚشمن منٛز بٔستھ

دوٗرِ میٹھیوٗمُت مرٕژ نزدیک نابد ٹیوٗٹھ شبات

پاٗدٕ گوَ آہن اثر ٲنٛج عالمس سہوٕنی سِسِر

تھرٕ لگتی یامتھ ووجوٗدس شرٛوکنہِ لگہِ سائلم بِساط

O

یتھ مایہِ ووتلاوِتھ ژٕ وَن کمہِ رایہِ ژٹکھ آشن

ظُلماہ کرُن یُتھ بۄڈ گوناہ پانس چھُیا برداش

ییٚتہِ گو سبٹھاہ سٔری پیٚٹھی تہٕ ؤژھ بٔڈ بارٕ قیامتھ

تتہِ ما ژےٚ پیٛوس زانٛہہ یاد ژٕتس سون کاٛنہہ پاداش

دِتھ گرٛایہِ تتِھےٚ پأٹھی تمی آیہِ ژٹُن وچھ

کم چھا زِ بےٚ ستھ ترٛایہِ کڈُن رایہِ اکی واش

ظُلماتہٕ لوٛنچن تل تہِ برٛہُن نوٗرٕ زٕژن ریٚہہ

گُنہِ ساتہٕ سِیٛاہ رأژ ژٹُن جامہٕ ژھٹن گاش

الماسہٕ ٹیٛچھر میٛوٗٹھ زہر چون برُن لوٗل

وقتس چھِ پھولن گُل تہٕ سِرس پانہٕ گرٛژھن فاش

باغس چھِ پھولن گُل تہٕ ژٹُلن ویٛور کرن گژھ

پروانہٕ شما روہِ ہےٚ دیوان لبن راش

☆☆☆

○

پیرٕ لگٕیو زونمکھ منشایہِ چانے مونمکھ
اتھ منز چھُ لگے نیٚاے گُس کرتام پیٚٹھی ونہٕ وونمکھ
امہِ پتہٕ تہِ کیٚنٛہہ زانُن چھُما تتھ زانہٕ نَس کرنُے چھُ کیٚاہ
اکھ عالماہ گردونمکھ خاموش زیوٚ نظرو ونے
بوزکھ ونے پانے کنے دادٕبن دوا ژٕرے زونمکھ
وِزِ وِزِ یہِ کل چاٲنی گنان سوٕ کل مےٚ سیٚنٛس منز سنان
چھےٚ تہٕ چانی سازٕچ لےَ ونان از مونمکھ از زونمکھ

☆☆☆

○

زیٖر چاٲنی چھِ لاٲری لاٲی لگے کتھ نہٕ کتھ ونتہٕ کتھ نہٕ پاٲری لگے
اٲسی چھِ چانہِ ءستی زنمسے آءمتی برٛہمہٕ کرمہٕ دھرمہٕ سارٕ ساٲری لگے
سایہِ شِہلِس چھےٚ پایہِ بٲڈی ءسنز پٔرٕتھ نتہٕ ونتہٕ کٲمی نہٕ داٲدی ماٲری لگے
آشہِ پاشہِ شُری باشہِ ژٕےٚ رِکژھ چھم نےَ تہٕ لےَ ساز ساٲنی چاٲری لگے

وُنہِ تہِ چھا شکھ لولہِ دربارس    اندر قلمس ژٕٹنۍ زبو تہِ
بِیِہ روزِیا سو پتھ گبوٚنَس    تمی چاٲنی صِفات

☆☆☆

○

شانت موٗرتھ چاٲنس آکارس    بڑ دَیہِ اَسِن جے جے کار
دیوتاہَن تام یُس چھُے سوامی    زگتھ آدھارس جے جے کار
شیٚین گِرتھ پٔٹھ شیٖش ناگس    نابہِ پھوٚلِتھ گوس پمپوش
آکاشکۍ پاٹھۍ تتھ وُسجارس    موٗلادارس جے جے کار
کوٗل اوٗبُر ہِشہ یَس تن پرِتھ    کوٗمل انگ یَس شوٗبان چھِی
لکھمی پتی پمپوشہِ نیٚتھر یَس    لَس کانٛتارس جے جے کار
یَس چھِم یوٗگی دیِاںس منزٕ مَس    ڈیٖنشان پانے پانس پوٗر
ویشنو روٗپس لَس بھگوانس    بھوٕ بھیہِ ہارس جے جے کار
شانت موٗرتھ چاٲنس آکارس    بڑ دَیہِ اَسِن جے جے کار

☆☆☆

○

کیٛاہ منگے پھچان دِم اکھ ستُک انمان دِم
گیٛان دِم پیٛیہِ دیٛان دِم بَس پنٛنہِ پانٛچ زان دِم
کیٛاہ منگے پھچان دِم

پرٛ یمہِ پاتٕر امرہتُک بُری بُری گُنٕے وردان دِم
ست سدا شِو باسنُک ہر آنہٕ کُن ایٛحسان دِم
کیٛاہ منگے پھچان دِم

پرٛمہِ شُکھتی کِنٛز مےٛ بُکھتی بولہِ تُلہٕ پوٛزایہِ دِس
لولہٕ یوٛکھتی راگہٕ رکھتی اکھ سہٕ مُکھتی جان دِم
کیٛاہ منگے پھچان دِم

☆☆☆

چانہِ تیزے عالم روشن گئے بَس دُعا اُئے کرتہٕ پأری لگے

بار ہر، کرتہٕ چارٕ چارٕگر چھُکھ بار وأرلتھ چھِہ آبأری لگے

خوش یِوان ناو زیوِ پیٹھ چھُ چونُے پاسہِ لِللہ فضل تہٕ یأری لگے

☆☆☆

آتما پرماتما ژِ رے چھُکھ سدا شِو ژِ رے ژوپور

اکھ بُدھی شکھتی تہٕ بُکھتی بڑہم کرِچ دورٕ دور

چھتہٕ یہِ بڑ مانڈٕچ یٔڑھے ست است پٔز زِنٛدٕ آش

پران ژٔے پتہٕ لارِونی چھینہِ مایہِ من میٔونُے بچور

چھتہٕ گرٛھن ویشین پتے بۆگن تہٕ رۆگن مُتی کران

کرٛمہٕ کرٛیہِ کِنہِ زانٛتن پۆزایہِ چأنی چھُم یہِ لور

میٔانہِ پرٛتھ ۂنز مایہِ ہَرٛ نٔینٛدرایہِ نبتھ چأنی سماد

ہَس پکن مستانہٕ ژٔے پتھ سون پرٛدِکھن اورٕ یور

وونی یہِ کینٛژھا چھُم تگان بوزُن چھُہ ژٔے کیٛتھ

واکھ واکھ پوش ہرٕ ونی ڈألی

چھے پۆزایہِ ارپَن یورٕ تور

پےَ ہلتھ بوز مَس گُفتارس ۔ دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار
کن دِتہِ منہِ کِس اتھ سیتارس اتھ اوِر چھےٚ وزان لوچِ تار
ژبتھ مأری فتہِ روز شُمارس دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار
طےَ کر سے کل دِل باپارس ہر وتہِ تیمی سُنْد نوٗرِ اَنوار
نے چھےٚ نالان دِل ہُشیارس دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار
سِزرس سٔہزس زے باپارس نوِ نوٚو شوٗبان چھُس انہار
کرے پوٗز انہِ بوکرے دارس دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار
یژھ ہبتھ اژھ منٛز اندری گارس أتی چھےٚ رحمتھ تتھ مُردار
ششکلہِ وُزِ زل جٹادارس دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار
شم کر سُے لتس زِے اتھِ دارس ست گوٗرِ دیٛاِنچ دارنا دار
پٔتی مےَ پیٛارے أتھی پتہِ لارس دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار
بڑسوارِ کیٛاہ ہفتس پڑارس وِزِ وِزِ کانٛچھس نوٚن دیدار
اِدِ پتہِ پانہِ تتہِ وتہِ لارس دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار

☆☆☆

○

دِم بیٚکھشا زہو گیٚوِ کیرتن چون　　شاہ شاہ زیوِ بیٚیہِ گیٚوِ کیرتن چون

سُتم گو ست یِ ڈیٔشان اُچھ　　ہر وتہِ زہو بیٚیہِ گیٚوِ کیرتن چون

خاموش دِ باوتھ نادن ہنٔز　　اُچھن فُری یادن ہنٔز

آدن بیٚیہِ زہو گیٚوِ کیر تن چون

ونہٕ ونوٚنَس دِتہٕ وار لگے　　ووٚنٔدِ ونٔدنَس کُن وہِستار لگے

ژھٹہِ وٹہِ رٹہِ دِوٕ گیٚوِ کیرتن چون

شُکرانٕچ کل دِتہٕ دُباریَن　　دِلٕچ گرٛایَن گرٛایَن ژھایَن

اُتیٖ تَن ژھیٚوِ زہو گیٚوِ کیرتن چون

☆☆☆

سبٕدتھ ژٕ ے چھکھ اُچھنٕے تل ییٚہٕ گرِ گرِ نوٚن دپوار
تی گو پانے ییٚہٕ کیٚنٛہہ منگنے سپدُن یوٚڈ ووٕپکار ماتا
ژٕ ے چھکھ زٕگتس تار

☆☆☆

○

گرٕ ٹھِ یوٚد بُرژر ییٚتہٕ ییتھ پیٛالس ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو
اِد ونہٕ مدنس یوٚت یِتہٕ سالس ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو
ودٕنَس ما سٹہٕ ژھٹہٕ ہا حالس تَس ما گو زانٛہہ میٛون پرٕوا
ژٕدی چھِم بدنس کوتاہ ژالس ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو
دامن ییٚمی رٕوٹ جرِنا نالس اٚشی واٚنی موٕچھ اکھ اکھ ژال
سُے گو کوہ پوشُن پانژٕالس ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو
نِیہٕ کُس اتھٕ یُس پھرِ کلوالس تس چھم پھرٕچ پھرٕچ ہاٚل
ہٕز ہُرِ مٕزدار پیٛاٚس پیٛالس ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو
لالس پنہٕ نِس ماہہِ مِثالس وُنہِ شیٚہلاوِم جِگرٕچ شےٚ
میٛتہٕ تَس میٛل گو لاے زالس ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو

ڑے چھکھ ماتا تارن واجینٔ

ڑے چھکھ زگتس تار

ڑے چھکھ بخشن پاپن سانٛبن ڑے چھکھ بخشن ہار ماتا

شوٗبی جے کار ماتا شوٗبی بارمبار ماتا

ڑے چھکھ زگتس تار

نرِ ژھرِ ہبتھ بو شرنے آمُت درِ دِتھ بوٗسرِ تار

پادن چانٛبن ارپن میانے اشچی امر ہتھ دار ماتا

ڑے چھکھ زگتس تار

ڑے چھکھ کاٗلی کالا تیتا کلہٕ مالے چھے ہار

چاٗنی دَیا اسہِ پاپن کرتل کاسن موہ انٛدکار ماتا

ڑے چھکھ زگتس تار

شیر سوآری پانے یاٗری کرٕون رُت دربار

چاٗنی انٛنے آیہِ یپاٗری گُس چھُنہٕ ووٚمیدوار ماتا

ڑے چھکھ زگتس تار

متہٕ بے صوٚرتھ کرتن سٕہ دِوتھ وأران شٮ۪ین آبادن ہٮ۪ز
کل لولہِ منٛز للہٕ وٕنی پادن ہٮ۪ز
اکھ یار تہٕ بیٚیہِ یارز پوٚشن پاں چھوٚلن ہٮ۪ز کولہٕ رادن ہٮ۪ز
کل لولہِ منٛز للہٕ وٕنی پادن ہٮ۪ز

☆☆☆

○

لولہٕ تارن دِیو صدا نیک نأمی با خودا
بیکھ دولت جابجا نیک نأمی با خودا
آیہِ کمہِ دوہہٕ لولہٕ ہٕتی یاد چھے نا عارٕ گٕتی
زن کوٚ رُتھ ہدٕلِودا نیک نأمی با خودا
ترٛایہِ بیوٚ ڈھکھ آیہِ سان شُر چھُ یتھ روٗشتھ بیٚہان
روشہِ چایا چیٚنٛز کُجا نیک نأمی با خودا
مےٚ ژٕرے ٔستی تخلاس گو وٕنی یہِ کیٛتھ اتھ فاش پیوٚ
ہر ادا چأنی ادا نیک نأمی با خودا
چھم بہر رنٛگ دِنی مے زہو کلہِ تہٕ شیٖش کلہِ نوٚو بہ نوٚو

دم چھِم تمٔی ٻنڈی کوٚہ سمبالس ۔۔۔ یَم گیٔہِ اکہِ اکہِ تمٔی ٻے ڈٲلی

کُنزُک ہمسوس چھُم ٻہ خیالس ۔۔۔ ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو

ہُر ہُر پأرِتھ پُر جمالس ۔۔۔ چھُم تٕہ کرس کیٛاہ نوٗرٕ ے نوٗر

شیٖرِتھ شیران چھُم سُہ کمالس ۔۔۔ ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو

چھٲلی چھٲلِ چھوٚلنَس لالس چھالس ۔۔۔ نظرِ اکی گو سیٚنے صاف

ژانگہِ سُے رتھ کیٛتھ کوِ بوزالس ۔۔۔ ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو

☆☆☆

○

دِم ژہنٕہ نَس وتھ اپرادن ہٕنز ۔۔۔ کل لولہِ منٛز للہٕ وِنی پادن ہٕنز

شرمنٛدٲ ے اِحساچ برکتھ ۔۔۔ چھم سے کل چانٛہن نادن ہٕنز

کل لولہِ منٛز للہٕ وِنی پادن ہٕنز

سوٚے لوٚلی ژٕے یوسٕہ خوش گٲمژ چھےٚ ۔۔۔ ورتاو مےٚ ہستی مٲری یادن ہٕنز

کل لولہِ منٛز للہٕ وِنی پادن ہٕنز

گوٚ کوٚت سُہ ووفا یقرار کٔرِتھ ۔۔۔ حوٚسنٕچ یہِ چھا شئے وادن ہٕنز

کل لولہِ منٛز للہٕ وِنی پادن ہٕنز

گوٗبرس چھَس رحمتھ لأرِتھ    کتھِ کتھ چھِم پتہٕ وتھ لأرِتھ

ژھوپہٕ انٛدرٕ ے چھُے مولوٗم راز    شاہ شاہ یتھ چأنی آواز

کتھ حرکتھ حرکتھ لأرِتھ    وُنہِ چھامےٚ سُجدن ستھ لأرِتھ

فرٕ یادن باوتھ لأرِتھ

☆☆☆

○

اَنٛدرٕوٗن میوٗنےٚ دیٖن    برٕوٗن میوٗن دُنیا

کیٛاہ تژاوِ کتھ کرِ لا    لا اِلا اِللّٰلا

خورشید میٛہرو ماہ    ہُتہٕ لسہِ ییٚتہِ بسہٕ ہا

مُسماو خود لِلّٰلا    لا اِلا اِللّٰلا

ظاہِر باطِن تا    نوٗرُ زِبلاّ اللہ

بقا فنا فِلا    لا اِلا اِللّٰلا

تَس روٗس زانُن کیٛاہ    مانُن نہٕ مانُن ما

موٗژِ زانُن اکُے لا    لا اِلا اِللّٰلا

جلوٕچہِ نوٗرٕ زٕژ ہا    رٕژ کأژاہ چھُ صفا

سرٕکھے تہٕ مرکھ ما    لا اِلا اِللّٰلا

نیرِ وُزِنؠ بر مُدا نیک نأمی با خودا

پیٹیٔ کأتیٔاہ اِمتحان مٔلو ہوان میےٚ چھُکھ ءکنان

سٔجدِ وزنَس گوٚب چھُ کیٔاہ نیک نأمی با خودا

بَس چھُ زہٖنتھ آری ظوے موٗل مُژ امہِ کُے چھُ خوے

چارِ جوٗیلی تأئیٔا نیک نأمی با خودا

☆☆☆

○

وُنہِ چھامےٚ سٔجدن ستھ لٲرِتھ کتھٕ کتھ چھم پتہٕ وتھ لٲرِتھ

آشہِ کنہِ دیٖدن رتھ لٲرِتھ فٔری یادن باوَتھ لٲرِتھ

کتھٕ کتھ چھم پتہٕ وتھ لٲرِتھ

وُنہِ چھم یادن پٔنٕی ژھاے آدن چھم دِلچی دُبہٕ راے

وادن چھِم حاجتھ لٲرِتھ کتھٕ کتھ چھم پتہٕ وتھ لٲرِتھ

وُنہِ چھم نظرن نظرن تل شیٖن طرفن کیٔاہتامتھ کل

حاصِل سوے برکتھ لٲرِتھ کتھٕ کتھ چھم پتہٕ وتھ لٲرِتھ

تھو پانس نِشہِ بوٚڈ حشمتھ سٔجدِ چھُ سٔجدے بے ءقمتھ

# ماتامِہ گن

بھاونا بُکھتی شڑدا ہینن دِ تار

پاپہ ڈلی ءتی نے کڑیا ہینن دِ تار

سادھنا کِو زانہٕ وِے چھُنہٕ ڈنجہِ دِل

آیہ اُدین اسہِ دِیا ہینن دِ تار

ماہِ آگُر لولہٕ سُجدُک گڑاکھ گُس پان اِکنہِ یُس ژٔے سوا ون بیا کھ گُس

ہر اَکس سُجدس طلب یوہَے تڑلیش پھٹ انوارِ نتہٕ یئتہِ دڑاکھ گُس

پاپہ تُرسی چھم وُوجودس سخ تچھان دگ تُلِتھ مہلامہٕ اتھ لاگ ٹھاک گُس

چانہِ رحمچہِ نظرِ سنہِ انہِ گُس حِساب تابہِ رأوِتھ سینہٕ کُے چھُنہٕ چاکھ گُس

اکھ سہین پیکر خاموشی ہُند بیان نتہٕ کتھن اَزتام پیومُت ژاکھ گُس

چھُم تمنا بُتھ چھٔلِتھ اشہِ وانہِ ءتی بے ووفا وُچھ گُس تہٕ گُس بے باکھ گُس

شانتہِ ون منہ کُے جنگل ژیےٚ کیُتھ روچھن سُے تپٔون چھے تہٕ تیُتھ وأناکھ گُس

آمِنے کھاسبن پہوان چھُم رتھ ژِشن رتھ نسأ امرتھ چوان ستھ پاک چھُم

☆☆☆

○

کل گنان چھم یادٕ نے مژ روزٕ شب
یارٕ روٗشِتھ روزٕنُے چھُے بے سبب

کر ژٕتیس چھُے نظرِ تل اکھ ساتھ ساتھ
زورٕ درشن دارِ تل دُل مُل عجب

ہے گاٗمتی چھِم زِندگی ہنٛدی غم مُشِتھ
دگ فِراقٕچ چھنہٕ یہِ چھُم کیاہتام طلب

رٲتی راتس خاٮ۪بٕ آیم کم خیال
چانہِ حُسنکۍ پیچ و خم گۓ جانبلب

☆☆☆

○

چھُم بخشان کم تقصیر یہِ چھُ پیر مےٚ متہِ پرٛژھیٚ تو
سرپوش تل تفصیر یہِ چھُ پیر مےٚ متہِ پرٛژھیٚ تو
کنہِ تلچِی چھم کنہِ وان یِی ڈٖیِٕ زِ تی ونہِ ناوان
زِنٛدٕ زُوٕنکی ئُنٛی تدبیر یہِ چھُ پیر مےٚ متہِ پرٛژھیٚ تو
یہِ چھےٚ چانے نوٗرٕچ زیٚبہ ہنہِ ہنہِ منہِ وُہوٕنی ریٚبہ
حرفن ترٛبن ہُنٛد تصویر یہِ چھُ پیر مےٚ متہِ پرٛژھیٚ تو
ہاوان چھُم ہر وِزِ وِہی پرٛنس مٕژ پرٛنکی ژِہی
رٕژھرِتھ تھاوِتھ سِپر یہِ چھُ پیر مےٚ متہِ پرٛژھیٚ تو
للہِ نٲوِتھ تھاوِتھ جاے دِلہِ جِگرس مایی آمےٚ
پوشن پایَس چھُ دستگیر یہِ چھُ پیر مےٚ متہِ پرٛژھیٚ تو

☆☆☆

○

لگے ناوس بۂ پأری کرتۂ یأری کرتۂ یأری

چھُ شَن طرفن فقط چون نوٗر جأری کرتۂ یأری کرتۂ یأری

یَمن چانٮن ژٕن ڈالن وٮ۪ندو رتھ اَتھن کٮ۪تھ دِل ہٮتھے چھےٚ آہوزأری

کرتۂ یأری کرتۂ یأری

تَمن ما کھوٚتَ کٕنھہٕ تقصیر وَنتھ چھِ سائٮ۪تھ بادشاہت چأنۍ جأری

کرتۂ یأری کرتۂ یأری

یٮ۪تھ نےٚ اِد کتھ اتھ جاہو حُسنس تُلو ہَز توتہِ چھےَ بُمہٕ چأرٕ چأری

کرتۂ یأری کرتۂ یأری

مےٚ ونٕزِ مےَ نظرِ کرتا متھ ژٕتھس کر یِ چانۍ دولہٕ وُچھنچہِ نظرِ مأری

کرتۂ یأری کرتۂ یأری

ووتھان کمہِ جوشہِ زٕژ چھےَ نارٕ زألتھ ہنا گُمہٕ ناو وُٹھ شیٚہلاو سأری

کرتۂ یأری کرتۂ یأری

☆☆☆

نظم

## تفاوتھ

ژ چھُکھ تہِ تہِ یِنہِ کاتُھہ تہِ چھُ
بہِ چھُس تہِ تہِ یِنہِ کاتُھہ تہِ چھُ

(بجر تہِ لوٗژر)

☆☆☆

## اکھ تخلیق

بہِ (آکارِ روٗس) تہِ یم میٲنی نِشانہِ
آکارِ روٗس ژ تہِ چانی نِشانہِ
چھِ اکھ
بہِ تہِ میٲنی - ژ تہِ چانی
چھِ تکلیف وُست
یہِ اکھ

دس بستہٕ ژٕے کُن آس مےٚ کُن باس لگے پأری
کم شاہہٕ تہٕ کبتھٕ تڑاوکھ مَن منزلہِ للہٕ ناوتھ
ژٕے اے میٛون خاصُل خاص مےٚ کُن باس لگے پأری
ہم سۄ تہٕ سۄ ہم چھُم اُتھۍ منز مے پأنے گُم
ژیےٚ ستیٚ مےٚ چھُم اتھواس مےٚ کُن باس لگے پأری
زپہٕ مالہِ شاہ تڑاوے من ژیےٚ بہٕ منساوَے
کیلاسہٕ آگم کاس مےٚ کُن باس لگے پأری
پرَچم تژٕ دُنیاہ تڑاو رتہِ موکھٕ جر پانَس چھاو
منہٕ سرٕ تہٕ کر ونواس مےٚ کُن باس لگے پأری
اومکار مےٚ سیکھتھ تھاو ہنہٕ ہنہٕ مےٚ سپنس ناو
یُتھ باس یتھُے وۄپہ واس مےٚ کُن باس لگے پأری
سیٛدِتھ تہٕ تی تھسکٕہ ناو مدتھ تہٕ تی ہسکناو
ڈٕکہٕ میٛون تہٕ چوٚن برنیٛاس مےٚ کُن باس لگے پأری
دس بستہٕ ژٕے کُن آس مےٚ کُن باس لگے پأری

نِشانہٕ کِس الفس اکھ اکھ کاہ گُرِتھ

توتہٕ مُتوٗ آزی پانہٕ وٲنۍ ......خبر کیٛاز!

ژٕ میہ ٔستۍ تہٕ میہ ژٕے ٔستۍ

عاجزی تہٕ رٕحیمی ہٕنٛدٕ اتھ

بنٛد تیُک بنٛدانہٕ

اکھ ستھ

گاڑٕ کاٗش پتہٕ ہیرتھ!!

☆☆☆

چھس میُل ۔ بلندی ہُنٛد مُقام

نتیجہ چھس پھل

پسیتی رٕٹِتھ

تکلیف چھےٚ تھوٚ د شاہکار

بہٕ تہٕ ژٕ چھُ أچھن ٹھوٚر

☆☆☆

نظم

## گاڈٕ کاہ

مےٚ چھُ باسان

أسی چھِ زٕ متوٲزی خط

ژٕ بجایہِ خود بٔھِد تہٕ بہٕ تہِ پننہِ جایہِ

بشَرِیتچہٕ بوٚرُت سینہٕ

دون نوقطن ہٕنٛدِ

حالُک تہٕ مقامُک سفر

وصلکہِ اصلُک نالہٕ موٚت ہٮ۪تھ

آدِ شکھتی ماجہِ مہامایایہِ
زگتھ امبایہِ چھُ پادِ پرٛنام
شرٛی شرٛی شارِکایہِ شرٛی ماجہِ رأ گنیٛایہِ
زگتھ امبایہِ چھُ پادِ پرٛنام

دَس تُل پۆزایہِ اسہِ شرٛی گنیشایے
سنموکھ ستگوٗر سُنٛد دیٛان دأرِتھ
ترٛیشوے کارن اتی نِے چھِ ہمسایہِ
زگتھ امبایہِ چھُ پادِ پرٛنام

گُلو گُنٛڈِتھ ڈیڈِ تل تُل مُل کُن آیہِ
عأرزِر سوٗزِس لولہِ عرضی
وپلہِ زأری تہِ ونٛتی بجہِ باونایہِ
زگتھ امبایہِ چھُ پادِ پرٛنام

تگہِ نِے چھِمنہِ باوٕنی حال ییٚمہِ آیہِ
چیٛشمو باوان اَشنی زال

# نظم

ژِتہِ کیٔاہ نۂ بُلا وَن

میٚہ تہِ من نۂ یلۂ تڑٰاون

کتہِ کیُٔتھ بۂ ژےٚ اَنےَ ڈآئلی

یُس گُسں دود خاَئلی چون

یہِ ما جود چونُے میٔون

کرتام پپٹھُک سمواد

یہِ تہِ چھاپنُٔن اَپراد

من کران تۂ تن اَپواد

یہِ گُس ژھبنٓ خاَئلی چون

یہِ مابیٔون چونُے میٔون

☆☆☆

یا روزٕ ہم أچھن تل اِ روزِ دِل قرارس
نظرو تلے مسأ ڈل لگہٕ ہے بہٕ اتھ خُمارس

ییٚلہِ چھکھ کمال ہاوان وآران تہِ شولہٕ ناوان
ژٕ تہِ نے انکھ یہِ اُٹھکل کتہِ جوش ییہِ بہارس

مےٚ چھِ ٕکتہِ پھِرِ گرٛشھان بڑ أنٛتی ژٕ تہِ ماوُ چھان چھِہم وأنٛتی
چھم جوشہِ یِوان یہِ منکل وژٕھ تیٚمبرِ لولہٕ نارس

کتھ کر مہٕ روز خاموش أے یارٕ باش بے ہوش
ووتھِ شورٕ شرتہٕ وُزمل لگہِ جوش لولہٕ نارس

گاہ چھُکھ ہاوان پنٕنے کتھ گاہ چھُکھ کران ژٕم نفرتھ
گاہ چھُ ہاوان ژٕ نم. تل گاہ پھٔش پھِران امارس

فلہِ فلہِ یہِ موٛختہٕ جوٚرمُت یتھ دامنٔس چھُ پھوٚلمُت
اچھِ پوٗش سبزٕ مخمل لُجٔ رٕژٕ نظر سیتارس

ییٚلہِ چھُکھ اِشارٕ ہاوان تیٚلہِ حبس قرار راوان
بے شک ژٕےٚ چھےٚ امیٚگ ول چھِے کم کھسان چِکارس

سنتان وہنٛدٕ نٔے مٹہٕ چھُے ماتایہِ
زگتھ امبایہِ چھُ پادٕ پرٛنام

گرِ گرِ کاس مأج اسہِ سارِ آپدایہِ
باس پرٛتیکش کاس موہ انٛدھکار

پادن تل ور پنٔی تھدٕ پایہِ
زگتھ امبایہِ چھُ پادٕ پرٛنام

یَس نہٕ کاثہہ بوزان تَس چونٔے سایہِ
ژٕے چھکھ تٔمۍ سُنٛد مأج سرکار

تٔمۍ سُنٛد ووٚدار چانی ووٚپایہِ
زگتھ امبایہِ چھُ پادٕ پرٛنام

سوٚمبرِتھ باوٕ پوش ژٕے کٕتی پوٚزایہِ
شیرِ اَسۍ لاگہٕ ہوٚے بارٕمبار

سائٹِنٛتھ سمپدایہِ امی لولہٕ امی مایہِ
زگتھ امبایہِ چھُ پادٕ پرٛنام

☆☆☆

وزِ منہٕ سُہ پڑٛکاشہِ نوِ نوِ باشے ہو
دِ گرٕمژ ژٔتھ آکاشہِ پٕنہِ نیمہٕ تتھ کھسہِ ما
دژاو بۄزِتھ تی زِ واشے نوِ نوِ باشے ہو
وُچھنہٕ أچھو زانٛہہ سُہ کاشے چھِنہٕ زانان زِ وُچھ زِ کیٛاہ
سارِنٕے گوٚمُت یہِ کھاشے نوِ نوِ باشے ہو
سور تہٕ تی تی یتھ نہٕ ناشے بٕیہِ کینژھا نیرِ زِ ما
چھُنہٕ ژھارُن ہِر چھُ فاشے نوِ نوِ باشے ہو
تور کیٛاہ پتھ ژھورُتھ آشہِ روزِ ہُنٛدُے براہ تہِ چھُکھنا
لوٚگ زلُر زالس کلاشہِ نوِ نوِ باشے ہو
نقاش بنیٛا زانٛہہ نقاشہِ نقاش ہِتھ زَن مُدا
سیٚدِ ورُق ہٮ۪تھ تہٕ ترٛاشے نوِ نوِ باشے ہو
پرمانند آشہِ پاشے گُل ژھٕنِتھ بدلن زِ کیٛاہ
ٹیٚوٛٹھ موٗدُر واشہِ واشے نوِ نوِ باشے ہو

☆☆☆

